کلام پریمی نمبر ۲

# رُوده جَرِ

سروانند کول پریمی کاشمیری

# اُن پروانوں کے نام جو شمعِ وطن پر اپنی جان دیتے ہیں

"پریمی کاشمیری گلشنِ سخن کے نونہال ہیں۔ آثار بتلاتے ہیں کہ اگر اِس نہال نوخاستہ کی پرورش و آبیاری کی جائیگی۔ تو بظاہر اس چھوٹے نونہال کے گلہائے تر باغ کو مہکا دیں گے۔"

(مرحوم مہجور کاشمیری)

"پریمی ایک نوجوان شاعر ہے۔ اس کے اشعار میں پختگی کے ساتھ ساتھ ترقی کی ایک جھلک دکھائی دیتی ہے ...... ہمارا خیال ہے کہ پرانی داستانیں دہرانے والوں کو اس نوخیز شاعر سے چوکنا رہ کر زندگی کی حقیقتوں کی طرف رجوع کرنا چاہیئے ...... مقام مسرت ہے کہ مرزا عارف کے سکول میں عاصی ایسے کہنہ مشق کے ساتھ پریم کی یہ کلی بھی کھلی ہے۔"

"خدمت" سرینگر کشمیر

سروانند کول پریمی کاشمیری

اننت ناگ کشمیر

یوم آزادی (۱۵ اگست ۵۵ء)

# رُودہ جرُ

نَبہ وَزِھکے تا زِ نازُکرِ کرُئے
سوزِ دِلِ میون بُوزِ رُودہ جرئے
یلہ وسنگ سنز ہے کرُ تھئے مخنتہ اِندُ اندُ پانس جرُ تھے
سیئتِ والتھ لچھ بدُ بھرئے
سوزِ دِلِ میون بُوزِ رُودہ جرئے
آفتابس پردہ کیاہ تھاوتھُ لولہ سوزِ راہ لولہ بوزِ تاوتھ
سبزارس مخنتہ جرُ جرُئے
سوزِ دِلِ میون بُوزِ رودہ جرئے
ترِیشہ ہتن ترِیش یلہ تاوتھُ مارہ متن نندِراہ پاوتھ
دِچھ ڈُورِ کیاہ آیہ برُ برُئے

سوزِ دِل میون بوز رُودہ جریئے

تن ناوتھ ستگرن مالن        اوڈرن تے بیہ پانثرالن

اِنداندُ تے بیہ بُونِ ہریئے

سوزِ دِل میون بوز رُودہ جریئے

شورکوتاہ دیُوت گولو-آرو        سنبرِ وَ تے بیہ وگنیارو

سگہ دِین تاأِ گیہ گیاہ تَرئیے

سوزِ دِل میون بوز رُودہ جریئے

سگہ نادان یارن دیودارن        سبزارن بیہ گلزارن

بنِن تے بیہ وو بیریئے

سوزِ دِل میون بوز رُودہ جریئے

گرایہ یاران رودِتہ داالنس        تلہ زمینہ تہ ہیچہ آسمانس

شردتہ دار کم گوڈہ گرئیے

سوزِ دِل میون بوز رُودہ جریئے

تیزی کیاہ چالنس کارس    سونتس تےٚ شرأنس ہارس
پوشہ وٲن کیاہ چھےٚ دلاوریٚ
سوزِ دلِ میون لوُز رُودہ جریٚ

کینہہ چھ کوٗنرک سوزہچن لوٗزان    کینہہ چھ تابع ژھی کُن رُوزان
کینہہ چھ ترو پرِت دارہ تےٚ بریٚ
سوزِ دلِ میون لوز رُودہ جریٚ

چھُنہ کانہہ اکھ بیگانہ ژہ نش    سارنی پٲٹھ نظرہ چانہِ ہش
ابدہ بدٲنِ چانِ یاوریٚ
سوزِ دلِ میون لوز رودہ جریٚ

ہیوُ چھ ساری ژِہ نشِ انسان    جانوار تےٚ بیہ سارٕ حیوان
زردار تےٚ بیہ بےٚ زریٚ
سوزِ دلِ میون لوز رودہ جریٚ

نوٗرِ لاران ییتہ ہے آیکھ    سدرس نشِ لیس ہے ژا یکھ

گرا یہ مارٔ مارٔ دُوچھِن کھوریٔے
سوزِ دِلِ میون بوزرُوٗدہ چریٔے
چاٲن سازن خوش آوازن
کرُ یزیمی واقف رازن
دُور گرٕ ھنس ساری ٹھریٔے
سوزِ دلِ میون بوزرودہ چریٔے



لہ یہ نظم ریڈیو کشمیر سے نشر کی گئی ہے۔

# جانانہ میون

ہائی وِسی مہِ وارہ ون کمہٕ وَرغلوو جانانہ میون
کَتِ برِتھ کمہٕ ڈول وتہ کمہٕ چھندرِ ڈو جانانہ میون
ناز برداری کران روزُس ونیوک تام دلبرس
کمہِ سنا پترنہ میانے روشہ لوو جانانہ میون
رایہ کمہٕ سنزہ پکُ اما کمہٕ کل کڈُس کمہ مس پاوتُس
شالِ نارک ہاوِنس کمہِ برمہِ روو جانانہ میون
چھُم نہ معلوم لوٗت کوتاہ کھوت تمِس چشمن خُمار
پیالہ لوتھ کمہِ میانِ شسترِن چاوہ لوو جانانہ میون
بلبلاہ اوس رات تامت گتھ کرانِ نیتھ گلشنس
پھُلیہ ہندِ ولو زلنہ بروٹھ کمہٕ مشرِ رو جانانہ میون
آم خنجر یام لوٗزم میانہِ سونہِ کنی شچھ ونت

لول مشراُ وتھ ورق کپوُ تمہ پھیرہ لوؤ جانانہ ہیون
یک قلم مشراؤ تم ساڑ وعدہ اقرار آدنک !

بے وفائی بند سبق لم پڑہ لوؤ جانانہ ہیون
ڈلہ سیلس دراوکیابہ شکارہ پانئے تم رتھ

ہوش رُوس دلبرس کم تبلوؤ جانانہ ہیون
آدنک یار ہیون لوکچار پیش تھاوُن وایہ رست

ونتہ پیپی آخرس کم دُورہ روؤ جانانہ ہیون



# دوُرِ!

ہاگلُو! دوُرِن پان وَ دہ لوُم    کس وَنہ روُوم لولہ گلزار
دوُرِن لول بوش ہای مشروُم
کس وَنہ روُوم لولہ گلزار

باغہ چے پھلیہ مہ دِل تلوُم    یاوِش میالِش لگ باپار
دوُہ تارہ روُز نہ باغ ہے تروُم
کس وَنہ روُوم لولہ گلزار

لولہ کیو سخنو لول باگروُم    پیدہ گوسارِنی لولہ خمار
لولہ سان بوشن حالِ دِل لوُوم
کس وَنہ روُوم لولہ گلزار

باغہ کیٔن بوشن لوُل بوشن ہوُوم    بولِ بوشہ میانہ گے نم بیدار

واریاہن پوشن دل لُوٹہ لوٗوم
کس وَنہ رُووم لولہ گلزار

لولہ کوٗتی پوشہ وٗن سازوایہ لوٗوم      چایہ مَس لولہ تارہ بےشمار
لولہ کوٗتی ستیتار لولہ گرہ لوٗوم
کس وَنہ رُووم لولہ گلزار

کمہ حالہ وِیسن سیٔت وَنہ نووم      وَنہ وَنس ہیالنس کیاہ چھُہ لوکچار
وَنہ وُن وِسیہ نی اَتھہ مِہ تھووم
کس وَنہ رُووم لولہ گلزار

لولہ چھوک دورہ رِن پترُون تھوٗوم      اَچھوکِن جاری چھم آبشار
اَمہ پانہ بالہ اَدہ پان ہے لوٗوم
کس وَنہ رُووم لولہ گلزار

بَرمہ دِتھ کمسنا دِل برمہ رُووم      باغہ منزہ نیونس کڈتھ یکبار
پینہ نوٗتی دِل مہ اَدہ رام کرہ لوٗوم

کس وِنہ رُوُوم لولہ گلسزار

لولہ کتابن ورق پھیرہ نووُم لولکی پرہ نووُم مہِ اسرار
دَمہ دَمہ دل مہ لول بوزہ نووم
کس وِنہ رُوُوم لولہ گلسزار

وَندہ چیُن راژن قدم ٹھہراوُم پراران آسیَس کرِ ییہ بہار
دِلہ کس بنگلس لول بہ نووُم
کس وِنہ رُوُوم لولہ گلسزار

پھلہ پھلہ نختہ مہِ مختہ سنزوُم یارَس کیُوت گرہ مختک ہار
پرِ ہمی اولکوی نیای وژہ نووُم
کس وَنہ رُوُوم لولہ گلسزار



# مَدلو

پراره ناوتهس داوتهس ناله مدلو

کیس نه تراوتهس پال نمیه حاله مدلو

پراره ناو مسه کهسه وُن میثون یاون

شوقمه چانه مارَه هرنئه ژهاله مَدلو

عاره هئیژ چهس واره واره تاره گنژران

چاوه ناوتهس لوله مس پیاله مَدلو

کینه تهاؤن چون وَن چهایه دستور

یاد پاوم کیاه ژه ملاله مَدلو

مَخته دانه چهس پُخته پانه سنبراوان

نائی ژه تراوے پانه یمیه ماله مَدلو

نال وولمُت چھم وِلیئو سازِ پیٔر نِتھ
چھسن بہ پرٛاران وِگنہٕ ہیتھ نزالہ مدٔلو
وِگنہ وَنہ وان لولہ چانہٕ ولوگُ تراوتھ
غوصہ مشراوٗ چھوی ژٕ ین سالہ مدٔلو
تارہ گیمژ چھس بہ وَنہ ہارہ ونہ کیاہ
والہ وانُش چھس جُستکے زالہ مدٔلو
پوٗش چمنک بُلبُلن تاد لایان
واوہ سِر وَنہ گژھہ بٔرہ گُلالہ مدٔلو
لوکچارس پیالے بہ کُوتاہ کال
لوگ پان چھم گوتاہ ژالہ مدٔلو
پُشہ ہتہ ہیانہ بیٛہی پراران چھوی
پینہ چانہ ادہ وِمہ نا ڈالہ مدٔلو



# میون مہجور

کس زٹم زِ کُس ونان مہجور موُد
کُس ونان سوُتل زمینے ژورہ روُد
کُس ونان مہجور رات تام زندہ اوس
کُس ونان مہجور بڈ اکھ رندہ اوس
کُس ونان چھ قبرہ منز مہجور شونگ
کُس ونان ژول بنِنہ وطنُک پروُن تھونگ
ہیم ونن وأل کیا زِ تس وُہ وُہ کران
کیا زِ مہجور کس چھ یاران کونہ زِ تم پانے مران
یُوت مہجور کس ونان تم تیوُت پانن منز لوڈالنا
کونہ تم پانس لوان عیبن چھ بنیرن مرشُوڈان

تاقیامت زندٕ چھُ مہجورٕ میون
یم بناوُ کشمیرنو۔ بدلاوُ برُون
مٔژہ سیٹ یُدمیول تمسُند مٔژہ پان
زٕژہ ترأوان کیاہ چھ پرزلان میون جان
شونگمٕت وُزہ ناوِ اکہِ اکِہ سأ تِمُ
نوسبق پرٕہ ناوُ اکِہ اکِہ سأ تِمُ
تھکمُت مہجورُ وُن چھُ تھک کڈان
تِتہٕ ہنتھ سُو کاروانس کُنٕ وچھان
اِنقلابی۔ وٕتہ ہاوُک قومہ کوُی
میون مہجورٕ گانشہ تارکُ قومہ کوُی
لولکوُی مٕس یاگراوُ مہجورنٕی !!
ناوُ وطنکُ زندہ تھاوُ مہجورنٕی
قومہ کوُی تقدیر بدلاوُ پانہ اُم

تدبیرہ سیٹھ تقدیر بدلاوٕ پانہٕ اَمِ
کرٕ بلند اَم پانہٕ وطنچ لوٕ علَم
جوش ہوش دیُوت سارنی اَمِ یک قلم
وتہٕ لوگن قومہ کوٗتی بڈٕ کاروان
پُرٕ فہمہ پرو نہمہ رٕوٗدگاہ تراوان ذی شان
اسہٕ وُن ہیجورٕ وُچھ وُچھ کیاہ پھُلان
یِژھ تہٕ پِژھ ہیتھ سیٹھ پوٗلی تیلان




کتبہ:- جی۔ رسول سولنہ بال سرینگر